




کأشرِ یوٗنٔیِن پأٹھ ہیوٗت از رہبران بنٔیِن وُنٕ

قیمت:- دو آنے

(نشاط پریس سرینگر میں چھپا)

# تعارف

عبدالستار رنجور ہماری وادی کے اُس علاقے کی پیداوار ہیں جس نے سوچھ کرال اور مہجور ایسے دو عظیم فن کاروں کو جنم دیا تھا۔ ۱۹۴۷ء کے بعد قومی آزادی کے ساتھ ہی ہمارا ادب ایک نئی منزل میں داخل ہؤا۔ اور اس نے ایک منظم تحریک کی شکل اختیار کی، جس میں ملک بھر کے ادیب، فن کار اور شاعر شریک ہوئے۔ چنانچہ رنجور بھی اس تحریک کے سرگرم کارکنوں میں سے ہیں۔

رنجور کی شاعری اس کے اپنے ہمعصر شاعروں سے مختلف رنگ رکھتی ہے۔ اور یہ خود ہی اس کے مقام اور مرتبہ کا تعیّن کرتی ہے۔ ایسا معلوم ہوتا ہے کہ رنجور ہیئتی گھٹاؤ اور شاعرانہ بناؤ سنگار سے زیادہ عوام اور اُن کے مسایل کی طرف متوجّہ ہوتے ہیں۔ انھوں نے اپنے شعروں کے کئی ایک مجموعے اب تک شائع کیے ہیں اور ابھی بہت سا مواد غیر مطبوعہ ہے۔

رنجور کی شاعری کے تیور دیکھ کر ان کے مستقبل کی صاف جھلک نظر آتی ہے۔ کشمیری شاعری کو ان سے کافی اُمیدیں وابستہ ہیں اور رہیں گی۔ کیونکہ رنجور دیہاتی ہونے کی وجہ سے کسانوں کی زندگی کو زیادہ نمایاں طور پر نظم کر سکتے ہیں ۔

(ایم۔ کوثر)

# مُردہ مالس خوٗردہ یُدم

وعظ مکرُگ مرگہ زارن پیٹرُوٗ یارو ہو

مُرٛدہ مالس خوٗردہ یُدم کرُوٗ یارو ہو

رنگہ بنگلن سأن دولت یُڑوٗ یارو ہو

مُرٛدہ مالس خوٗردہ بُدم کرُوٗ یارو ہو

بنگہ آفیس جرس چیٚیت چھوٗہ لگ گمٕت بیہوٗش،

بیدہ أیڈنٔی منز گمُت نوِہ اِنقلابُک جوش

تام نوٗٹس لاکسأیا کرُوٗ یارو ہو

مُرٛدہ مالس خوٗردہ بُدم کرُوٗ یارو ہو

وعظ پرِتس کرِتھ مدٔر متراض زِیو چھوہ زیٹھ

جان چھیوٚہ انسانہ سنٛزی ناٹھ لجٕمٕژ ریٖٹھ

لوٗڑیوٗ ہو چاٗرو ہو رشوہ خوارو ہو

مُرٛدہ مالس خوٚردہ بُرٛدم کرٛدُو یارو ہو

ہُشتہ مشکس منز چھُو ناپُرسان کرٛتو عیش

بُتھ کرٛدِ از عیش و عشرت تیوٚتھ پتے چھُوٚہ لیش

سُرخ سیلابا پِوان چھُو اورہ یارو ہو

مُرٛدہ مالس خوٚردہ بُرٛدم کرٛدُو یارو ہو

گٹہ بلہِ ژلہِ گاش یلہِ ییہ یک گژھن بیدار

ژٹہ طوفان گٹہ کارس منزِ ونکئن چھُوہ وار

ژھٹہ مارٛ تو یاونس دُوہ تارہ یارو ہو

مُرٛدہ مالس خوٚردہ بُرٛدم کرٛدُو یارو ہو

خشمہ ہوٚت رنجوٕر لاران آو گامک گرٛیس ہیتھ

فاقہ ہیت خمارہ ہیت درامُت چھیہ (زن) شراب چیتھ

خون نائنیان چھُک اچھن منز ڈئو یارو ہو

مُرٛدہ مالس خوٚردہ بُرٛدم کرٛدُو یارو ہو

(۱۰؍ مئی ۱۹۵۳ء)

# قومی حُکمران

مٲنِٛ اسہِ بیشک توہی چھوہ رہنما سالار سانٛ
مٲنِٛ اسہِ بیشک توہی چھوہ ہمدرد غمخوار سانٛ
مٲنِٛ اسہِ بیشک توہی چھوہ حُکمران سرکار سانٛ،
ڈیٖنٛ مگر ویتیو وُچھان توٚھۍ کوتہ چھوہ آزار سانٛ

توٚہۍ دیان چھو پریٚوٚنٛ پتھکنُ گوٚچھو توٚ کشمیر از
توٚہۍ دیان چھو کرُ نیا کشمیر اسہِ تعمیر از
توٚہۍ دیان چھو کاشریٚنٛ بدلٕو اسہِ تقدیر از
فاقہٕ ہیٚیت مسکین مران تیلہِ کیازِہ بیم نادار سانٛ

دراگ تہٕ دولت کیا ستا از چھا ستا وافر اناج
توٚہۍ دیان چھو از کشیرِ کاشرٚیٚنٛ ہندوی چھُو راج
کیا مریض مُفلس چھا لبے کُس سیدان علاج

شر بشرٕ شیرن چھِہ ترسن ماتوے بیمار سأئ

چھُم سوال اک کیا نیا کشیر چھا سہ اتٕ دِپان
ساسہ بٔید لگٕ ییتہ نظامس منز بین ملکن بچہان
توٚہہ دِپان چھِو کارخانن منز چھِہ لگٕ صنعت ہیچھان
کامہِ بابتھ دربدر تیلہِ کیا ژٕ گیہ بیکار سأئ

ییتہ کشیرِ منز چھِہ کأتیاہ لگٕ گمژ لیے خان ویران
ییتہ کشیرِ منز چھِہ کأتیاہ لگٕ مران لاے آب و نان
ییتہ کشیرِ منز لکن چھُنہ کھین خاطر خواہ مکان
ییتہ کشیرِ منز چھِہ بچگلن پیٹھ لسان سرکار سأئ

توٚہہ دِوان دوٚہہ پوٚلشتہ آسوٚہ نعرہاے انقلاب
ایٔس دِوان ڈیٔپرِ تی اگر توٚہہ چھِو گمژٕ ازٕ کامیاب
عیش و عشرت ناز و نعمت توٚہہ کھیوان نان کباب،
ٹیٹھ لگان توٚہہِ آسو ڈیٔن ازٕ توے گفتار سأئ

(فروری سنہ ۱۹۵۳ء)

# دوکھہ دیوت دوکھہ بازو

لدتھ لبستِ تھو لعل دستِ دراز و
بنتِ رہنما دد کھہ دیوت دوکھہ بازو
لونیئِ وقتہ کیو حاکمو جعلساز و
بنتِ رہنما دوکھہ دیوت دوکھہ بازو
مہ دُوپ یِم رفیق کاستم قسمتش کھُر
مگر تحفہ بدل دارہ آم زیادہ ہن ہرُ
ڈیکیں کوس او تم نااہل کارساز و
بنتِ رہنما دوکھہ دیوت دوکھہ بازو
فریب دِتھ غریبن کر گئے بے وفائی
چھہ بدنام گیئشر توے رہنمائی
یہ تھو دولہ ناک قوم کیو پاکباز و

بنٕت رہنما دوکھہ دیوت دوکھہ بازو

یو ونہ ہانہ ونہ کس پنُن حال رودادٕ
یہ کُس یو زِہ کیا چھُم گمُت دادٕ دیداٗ
مہ کرمُت چھُو کیا وقتہ کیو ترکِ تازو
بنٕت رہنما دوکھہ دیوت دوکھہ بازو

وٕ چھِم شیخ برہمن تہ زاہد مہ بسیار
تھیکان زُہد تقوا مگر عین مکّار
یو گمُراہ کریوس پانہ یہنز ونمازو
بنٕت رہنما دوکھہ دیوت دوکھہ بازو

پھِہ شیرو شراب چیت گمت مستہ مدہوش
مہ کُن کیئنڈِ دینگ پانہ ہلمن لدیکھ پوش
ملک مال تھو حال نیتھ چال بازو
بنٕت رہنما دوکھہ دیوت دوکھہ بازو

دونِک قومہ کیئن مشکلن ایس کرو حل

ونُکھ یس ژٕ ہورُدی ماونکھ وعدٕ عمل
دیُتنکھ تل فسونساز سمجھوتہٕ بازو
بتِ رہنما دوکھ دیوت دوکھ بازو

تران کیاسنا فکرِ چھا دل ہُشیارن
چھُو کیا معنہٕ رنجورٕ سُندین اشارن
فقط تُوزٕ دقتس یہٕ کتھ اہلِ رازو
بتِ رہنما دوکھ دیوت دوکھ بازو

(فروری ۱۹۵۲ء)

# وقتس کُن

## رُباعیات

اما پرٛژھہا یوٚ وقتس کیا گمُت چھُوی
یہ کیُوتھ چھُوی یُوتھ یہ کُس طاوٕن ہیُت چھُوی
دپیوم ہٕ اتھئی پگاہ نیرک تہٕ بد خواہ
مگر تیٚ دراو یُژ اِئی از گمُت چھُوی

اگر چھُک باعزّت وُنیُتھ نیر کالئے
تہٕ نئے نیرک یُوتھس پیٹھ نار زالئے
بُوچھس ہشیارکس وُئِن یاز تارک
چیأژ وتھاریُو سیت رٕتھ لیو والئے

یہ مُفلِس گریُوس گٔژ تام نکھرہ لیوٚزِی
ہلمم دأیت تہٕ کُن محتاج رٕوزِی

وتی آتش زبان کیا سوٗن شاعر
سوٗ چاٸنٸ حاکمن لیسک پهاش سوزی

دوان از گریٸ تیرن مکڑ نٸی پهش
دیون دریٹها کنٸی چاٸنٸ کرن کهش
ڈونگر هیتھ داچہ هیتھ بیہ لیوٸیہ هیتھ دہای
دنٸے تیوتھ دروٸت موٗلن لوٸتھ یٸی پهش

# وتن چهم ضروری

وتن بلبلن چهم وتن گلعذارن
وتن چهم بہارن وتن لالہ زارن
وتن سنگرن چهم وتن کوهسارن
وتن دوستن چهم رفیقی تہ یارن
بتن دود گدرن تہ سوٸردی وتن چهم

ونُن چھُم ضرُوری ضرُوری ونُن چھُم

مہ کُس مارہ یا تارہ چھُم رُوح مہ آزاد

مہ ونُوی چھُو آخر پیٹھ دادہ بیداد

ژہ بوزِ یا مہ بوزِ میانِ یم نالہ فریاد

وقت پیہ تہ پانے وچھک کیا چھُو روداد

توئ وقتہ کیئن حاکمن انز ونُن چھُم

ونُن چھُم ضرُوری ضرُوری ونُن چھُم

امیرن اسھے انز تہ لیئج کارسازی

غریبن پیٹھئ کیا زہ پرِتُرکِ تازی

یہ کیا چال بازی یہ کیا جعلسازی

یہ کرِتھ بے دیانئ یہ کرِتھ بے نیازی

خدایس تہ پیغمبرن ائ ونُن چھُم

ونُن چھُم ضرُوری ضرُوری ونُن چھُم

ٹیٹھی چائے گاہے گہے اینمہ اسہ چیُو

هي ٿورِ ڏُئي پاڻُ ڏُئي دانسُئي پيئو
ٻِن زمينئين ٿوُن ترڪن ڪيا اسي کيئو
يہ نوٽوڙ مجوزه تہ ڏيُون سرپلس ٿيئو

مزدُورن دُنن گرِيئِش ڪمليئن دُنن ڇُھم
دُنن ڇُھم ضرُوري دُنن ڇُھم

ڏٺيئو ڏيئن پکيئو ڏيئن وليئو ڏيئن ٿيئو ڏيئن
صدا زندگي هِندس تقارسِ ڏيئو ڏيئن
ٿيئو جاٿن اتھ مُورِتھ ٿيئو ڏيئن،
پڻُ حق ڪنوي دل ڪرِ تهِ ڏُور ٿيئو ڏيئن

نوئن وقت ڪيئن نوجوانن دُنن ڇُھم
دُنن ڇُھم ضرُوري دُنن ڇُھم

(٣ر نومبر ١٩٥٢ع)

# بوونہ از بہارس

بوکیا ونے ژہ وارہ بوز

ژہ گراوہ نو بہارہ بوز

ستم کرِم ستم گرو
اپز ونِتا مہ رہبرو

بوٗ لوٗڑیوٗ تہ جابرو
دوٗہیے کرُس وُچارہ بوز

ژہ گراوہ نو بہارہ بوز

بوکیا ونے

دِلس گمٔت منارہ ییٔت
مہ شوٗئرتہ یأرِ چھِ قاتہ ہیٔت

امارہ ہیٔت خمارہ ہیٔت
توٗئے مہ دل اوارہ بوز

ژہ گراوہ نو بہارہ بوز

بوکیا ونے

زِٹِت چھِہ جامہ سنمبلن
مہ ژس گمٔت چھوٗمسولن

نیٖتۂ رِ پمٔژ بمبرزِلن
مہ چھوٗمتہ دل قرارہ بوز

ژہ گراوہ نو بہارہ بوز

لوٗ کیا ونے

مہ ونتہ سوٗن یکھ ژہ کر  تلک ژہ تہند پیمیت پتھر
مہ کُن کرک ژہ سیٹھو نظر  لوٗ زندہ گژھہ دوبارہ لوز

ژہ گراوہ نوبہارہ لوز

لوٗ کیا ونے

ژہ جلوہ از دوان کیٛاژ  کوہن تہ ستگرن اپاژ
مہ کُن پنس یرن ژھہ تاژ  تھوِی کموٗ ژیہہ یارہ لوز

ژہ گراوہ نوبہارہ لوز

لوٗ کیا ونے

ژہ پیٚھ پگاہ ژہ یکھ ضرور  یلہِ مہ ژھیکھہ ژلن قصور
مگر وُچھن تہ گوژھہ رژوُر  خیر وُچھا شو وارہ لوز

ژہ گراوہ نوبہارہ لوز

لوٗ کیا ونے لوٗ کیا ونے

لوٗ کیا ونے ژہ وارہ لوز

(۴ نومبر ۱۹۵۲ء)

# غزل

## ژہ کر وعدن وفائی

ولو دلدارہ مو کر بے وفائی ‏ لگے پادن ژہ کر وعدن وفائی

ژہ بیت کیتژ انژم خواری تہ زاری ‏ گھرس بارس کرُم ترٛئ پیٹ فنائی

لگوٚتی دِل دوستن ترٛاوِتھ دشمنن سیت ‏ کران چھک دوستن یارن دغائی

مِٹھی ہِم وعدہ یم کرِمتِ ژہ آسی ‏ فتدن حیلن تہ کیا نیرِ بقائی

گمژ سیرن شکان مُنتہ ژہ عیشن ‏ ژہ چھے شاہی مہ چھا ژمژ گدائی

ژہ چھک انہ جنتن ہُند گوٚنژہ بردار ‏ مہ چھا دِیُنہ دوزخو دِژم رہائی

ژہ مالک پانہ میخانن ژہ ساقی ‏ مہ کُن چھک تھر فرِتھ چھک ژُنتھ طمعائی

ژہ وُچھ کیا حاتمن کرُمت لکن بیت ‏ مہ کر بدنام لوٚیچ رہنمائی

وتی امہ کھوتہ کیا گمہ گراوہ رنجوٗر ‏ بنی حاصل ژہ کر صدقِ صفائی

(۷ر نومبر ۱۹۵۲ء)